بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ

# سلسبیل

## نعتہٕ سوٚمبرن

ابو احمد (شہید) مُشتاقؔ کاشمیری

چنار پبلیکیشنز، سرینگر

کتابہٕ ہُند ناو : سلسبیل

مُصنّف : ابو احمد (شہید) مُشتاق کاشمیری

کتابت : محمدؔ عباس

سرورق : آفتاب احمد

چھاپ خانہ : میکاف پرنٹرز، دہلی

موٗل : Rs. 60.00

تعداد : 1100



# اِنتساب

● —— تِمن صالح فِطرت جوان کورِن تہٕ لڑکن ہنٛدِ ناو ——

یِم پنٕنہِ نبن گرٕ بأژن، أندۍ پٔکھی ماحولہٕ تہٕ گُلہم زمانچہِ
خدا فراموشی ہنٛدیو ہزار کھٹریو باوصف یتھ سیاہ دورس
منٛز تٲٹھس نبیؐ ہنٛدِس دامنِ اِطاعتس زِٹھمو سیتی تھپ
کٔرِتھ پننِہ وجوٗدُک رُم رُم باحیا تہٕ شرمدار چھِ بناوان۔

●

● —— تِمن باسلیقہ پاکبازن ہنٛدِ ناو ——

یِموٚ ٹاٹھِس نبیٚ ہنٛدِس عشقس منٛز زُو اتھن کیٚتھ رٕٹھ
بےسروسامان أسِتھ وقتہٕ کین نمرؤدن کلہٕ دگنُگ
عہد چھُ کوٗرمُت۔

●

● —— تِمن زِندٕ ضمیرن ہنٛدِ ناو ——

یِہنٛزو چشمو، رسولِ محترمن ہنٛدِ نامِ پاک بوٗزِتھے اَشِچ دار
چھِ لگان۔



بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

# دٔسلابہ

جنابِ سرورِ کائناتن ہٕنٛزٕ نعت لیٖکھٕنۍ چھےٚ اکھ سعادت ییٚس
اَکِس اللہ تعالیٰ یٔژھِ سُہ ہیٚکہِ نعت لیٖکھتھ۔ نعت لیٖکھن وول
صاحب چھُ نعتِ پاکس منٛز پننہِ عشقُک اظہار کران تہٕ یِمہِ کتھہِ ہٕنٛد
گویا اعلان کران زِ وُہ تِ چھُ پننہِ تہٕنٛدِس دِلس منٛز آقاعؑ ہٕتِس نبیؐ ییٚس وَرأے
کانٛہہ اکھ وِژان بیٚیہ زِ تمہٕ سٕندِن جذباتن، احساساتن، شعورس،
ذہنس، قلب و جگرس تہٕ فکر و فنس پیٹھ چھُسٹا آقاعؑ ہٕتِس نبیؐ سٕنٛد محبت باقی
تمام محبتن پیٹھ غالب آسان۔

نعت لیٖکھُن چھُس نہٕ اکھ عبادت زانان تہٕ نعت پَرُن تہٕ چھ
اکھ عبادت۔ مگر نعت پرُن تہٕ لیٖکھُن اوتے چھُنہٕ مُسلمانہٕ سٕنٛز زندگی
ہُنٛد مدعا بلکہ نعت پَرِتھ تہٕ لیٖکھِتھ گژھِ سانِہِن دِلن اندر رسولِ محترمن
ہٕنٛدِ عشقٕچ علاوٕ تِہٕنٛدِ نظام بَرپا کرنُک تہٕ آرزو تہٕ ہمت آسنٕ۔ دراصل

چھُ تمِ ٹھس نبی سُندٕ اُمتٕ نِظام برپا کرنہٕ خاطرٕ نعتِ پاک لیکھُن تہٕ پرُن اکھ بنیاد فراہم کران۔ ییتھٕ کنٕہ آسی نعتن اندر تمِ ٹھس نبی سٕندی تعریف کران چھِ آسہِ گژھان تہٕندِ پاک نِظامِ اسلامُک محبت تہٕ گارُے آسنٕ۔ تمہِ ورأے سون نعت پرُن تہٕ لیکھُن ہیکہٕ نہٕ سُہ مُدعا پوٗرٕ کٔرِتھ یُس سانٔذِ زندگی کامیاب کرنُک باعث سپدِہا۔

سائنس ییتھ رٔتہٕ داوٕ گمتس وٕطنس منز چھہٕ تمِ ٹھس نبی یس پیٹھ ایمان تھوَن والین شاعرن ہنٛز کانٛہہ کمی مگر خالے چھِ نعت لیکھنس پیٹھ مائل سپدان۔ مادیتن چھُ ایمانس تہٕ اعتقادس پیٹھ اَتھٕ تردٕمت لہٰذا چھِ اکثر شعرائے کرام تی لیکھان ییتھ تمن ہتھو متھی دیار ترٕن۔ سرکٲری اکادمیو پیٹھہٕ دِنکھ انعام۔ افسوس چھُ زِ اللہ تعالیٰ ہنٛز عطا کٔرمٕژ صلاحیت چھِ سانٛذٕ محترم دانشور حضرات فرسودٕ خیالن، خدا بیزار تہٕ غأر اخلاقی عنوانن پیٹھ خامہ فرسأیی کٔرِتھ خرچ کران۔ نتیجہ چھُ یہِ زِ سانٛذٕ نوٗپُے چھِ بے راہ روی کُن دوران تہٕ دَوان۔ یِم باصلاحیت ادیب تہٕ شاعر اُمتس صحیح وَتہٕ ہنٛز رہنمأیی کرِہن تِم چھِ مغرب چَن ترأوِتھ ژھینٛژن اُڈی جن ژہ دِوان تہٕ نوجوان نسلس تمہٕ کِنہ چھکہٕ ژانان۔ آخر یہ حالہٕ کتس کالس روزِ؟ دُنیا چھُ بروٗنہہ پکان۔ سارے کاینات چھِ انسانہٕ سندین غلط تہٕ بے کار نظرین نِش بیزار سپدِتھ اسلامہٕ کِس

آفاقی نظریس کنُ عاپہٕ ترٛ ژرٕد اَچھُو دِچھان۔ یہٕ اُس سانین شاعرن،
ادیبن، عالمن تہٕ دانشورَن، فنکارَن تہٕ صحافینَن ہِنٛز کام زِ تم وِژھناوَن
اسلام سہَل پاٹھۍ تہٕ ٹاٹھس نبیٚ سٕنٛز سیرتِ پاک کرِہن حسین تہٕ جمیل
پیرایس اندر پیش یوٚہ سارے انسانیتہٕ خاطرٕ سراسر رحمت تہٕ امن وٕ
اَمانٕچ ضمانت چھےٚ۔

وارِیاہ نعت لیکھن والی موحترم لوٗکھ چھِنہٕ نعتس تہٕ منقبتس منٛز
فرق کران تہٕ کتیاہ نعت چھِنہٕ نعتہٕ کِس معیارس پیٹھ پوٗرٕ وتران۔ بدقسمتی
چھےٚ زِ علمائے کرام تہٕ چھِنہٕ تتھین شاعر حضراتن پیٹھ کانٛہہ اعتراض کرِتھ
ہیکمتی۔ ییمہٕ کِہ سببہٕ عام مسلمان خاموشی سان وارِیاہن نعتن اندر لیچھمٕر
تمہٕ کتھہٕ وِتراوان روٗدمتۍ چھِہ ییمہٕ قرآن تہٕ حدیثکہِ منشائس کانی
دوٗر چھےٚ آسان تہٕ لعنتے چھےٚ انسانہٕ ہِندِس ایمانس تہٕ دَدارٕ وانٛناوانچ
ضروٗرت چھےٚ ییمہٕ کتھہٕ ہنٛز زِ ذرایع ابلاغکی ادارٕ گژھن نہٕ صرف نعت
بلکہ اسلامی تاریخکۍ واقعات مستند علمائے کرامن تہٕ دانشورَن ہندِس
اَکس بورڈس نش نظرِ ثانی کرِتھے نشر یا ٹیلی کاسٹ کرٕنی۔ اخبارَن
تہٕ رسالن پیٹھ تہٕ گوٚژھ اَمہٕ بورڈک اطلاق آسُن تہٕ یوٚہے بورڈ
گوٚژھ تعلیمی نِصابنہٕ کتب دِنہٕ وِزِ تہٕ مستند انتھارٹی ماننہٕ یِن، یتھہٕ
توحیدس تہٕ شرکس مثل گژھِہتہ اُمتس اندر مشرکانہٕ عقائد عام گژھن۔

ونِہ کیٚس چھےٚ اُمت اکھۍ دوہ لابَس منٛز ہیٚتھ آمٕژ۔ انسانَس یِہ خدائیَس نِشہِ حاصِل اوس کرُن تہٕ چھُ سہ انسانَن نِشہِ، کُلیٚن کٹیٚن نِشہِ، جانَوَرَن تہٕ کوہن بیابانن نِشہِ، کنِین تہٕ کترٕن نِشہِ، ناگن تہٕ آرَن نِشہِ حاصِل یٚژھان کرُن یِہ ہٕ تمِس حاصِل چھُ گژھان، مگر افسوس زِ اَسہ چھُنہٕ لوٚت گژھِت تہٕ کُنِس خدائیَس پیٚٹھ ایمان مضبوط گژھان، یوٚدوَے راتس دوہس چھِ اَسہِ ذِکرِ خدا تہٕ ذکرِ رسولؐ کران آسان مگر سائنس کردارس منٛز چھُنہٕ اُمیٚک کانٛہہ عکس ییوان۔

یتھ مجموعہ نعتَس منٛز چھُ "شورِ محشر"، "صورِ اسرافیل" تہٕ "ارمغانِ حرم" ناوِچ میانِہ کاشُرِ کتابن منٛز درج کینٛژ نعتو علاوٕ کینٛہہ نوۍ نعت تہٕ شامِل۔ دوستن تہٕ رفیقن ہٕندِس مسلسل اسرارس پیٚٹھ چھُس بہٕ یہِ مجموعہ نعت تُہٕندِس خدمتس منٛز پیش کرٕنٛچ سعادت حاصل کران تہٕ وُمید تھاوان زِ یِنہٕ ہٕنِن دعاہَن منٛز تھوِو تُہۍ میٚنہٕ یاد۔

اللہ تعالیٰ ہس چھُس یہِ منگان زِ یا اللہ سانِین دِلن اندر بَر تہٕ تیوٚ تاہ عشقِ رسولؐ ییمہ سیٚتۍ اَسہ چانۍ تہٕ چانِس اُمِس محبوبِ پیغمبرسٕنٛز خوشنودی حاصِل سپدِ۔

ابواحمد شہید مشتاق کاشمیری

۲۹ر شعبان المعظم ۱۴۲۰ھ
سعیدہ کدل سرینگر
فون : ۴۲۰۱۶۷

# حمد و ثنائے کبریا



بۆدس کراں سُہ نا بۆد ینہٕ آسہِ تتھ کراں بۆد
تس رۆس نہٕ کانٛہہ تہِ معبۆد یاد آم اللہ اللہ



حیاتکُ رائچھ دَر اللہ اکبر
چھُ تسٕی شوٗبانٕ بجَر اللہ اکبر
نبَس راتس چھُ تارکھ زوٗل تابان
دوہس تاپکُ ترٛزر اللہ اکبر
دٕہماغن منزٕ دقوفِچ ترٛاے بیٚون بیٚون
دِلن بیٚون بیٚون اثر اللہ اکبر
دِواں خاکس اندر زوٗ بیاٗلی دانس
پھولاں گُل کیاہ زَبر اللہ اکبر

أچھن منز گاش گاشَس پأری زانا
دَچھس بخشُن تھزر اللہ اکبر

اڈبن بانیَ نہٕ کھ دٕ پیراونس سُنٛب
اڈبن وٕنیتھِ ہُنٛد سنٛبر اللہ اکبر

چھِ کیٖنہٕ اَن پرَ رِتمن میچھر کلامَس
اڈبن پئری پئری ٹیٖچھر اللہ اکبر

ہُہ مُوسیٰؑ رٕوچھ فرعونَن بوہٕ کرٕی نسَ
یِہ عیسیٰؑ بے پدِر اللہ اکبر

دِلن ہنٛز رایہِ زانَن وول مولا
چھُ تسُیٔ اَتھِ خیر و شر اللہ اکبر

شفیقا، پُشت پنَاہا، مہربانا
تمُس چھُنہٕ کانٛہہ وٕپرَ اللہ اکبر

کمالِ حُسن بخشُن آبشارَن  
سرَن آرَن مٔژر اللہ اکبر

چھِ بیۆن بیۆن حفاظتہٕ بیۆن تاثیر میوَن  
ژوکیر، میچھر، ٹھیٹھر اللہ اکبر

دَنن اندر تہٕ آبس تل تہِ مخلوق  
وٕسیع تمٕی ہٕنز نظر اللہ اکبر

نیٚن، مرگن، حسیٖن خاموش دُنیا  
چھُ سرٕ ین شور وشر اللہ اکبر

چھِ یِم سرٕ واو، گلشن، بوٚنہٕ شہجار  
بہارٕ کی معتبر اللہ اکبر

کوٚٹھِش، سردی کھُلے شیٖنہٕ پٕچ تہٕ ہلوہلو  
زمِستانکی گبَر اللہ اکبر

اِرادس منز چھُ اکھ مینارِ کعبہ
بیٚیِس اَلہٕ مۆرِ تھٔر اللہ اکبر
اَکِس بخشن دِلاہ لولکُ سمندر
چھُ بیٚیہِ سُند دِل قبر اللہ اکبر
چھُ اَکِ ہنز اَچھ خلوصکُ حوضِ کوثر
بیٚیِس نظرن کھوچر اللہ اکبر
حکومت شوٗبہٕ تَسٕی قانون تمیٚ سُند
تَسُندُے شوٗبہٕ ڈٔر اللہ اکبر
سہل پاٹھٕ ہم چھُ تاران فکرِ مُشتاق
یہِ کَس نیٚتہٕ چھیٚنہٕ خبر اللہ اکبر





پہ چھُ اَزلک اِبتدا سُبحان اللہ

سہُ اَبدُک مُنتہا سُبحان اللہ

بَقا تھٔنڈ بن اشارَن بیٹھ پہ چھُ نازان

چھُ تسٔ تامتھ فنا سُبحان اللہ

بدَن نیکَن سہُ مُشفِق تَے نِگہبان

تمامَن پُش پناہ سُبحان اللہ

مکانَس لامکانَس راج تمُٔ سُنْد

دِلن ہُنْد بادشاہ سُبحان اللہ

تمِٔس صوُرتگری منز کانْہہ نہٕ ثانُی

کُنُے حاجت رَوا سُبحان اللہ

صِفت صِفتن اندر تس حیٔ قیوم
چھُ کس بنیہ تسَ سِوا سُبحان اللہ

سمندر، ون، شہر، صحراو، شنہ یاہ
پراں شام و صبا سُبحان اللہ

چھُ زوٗ زاژن، کلُبن، میون تہ پوشن
دِواں میٚژ میٚژ غذا سُبحان اللہ

چھُ اُتی مے یُہر کو کرس بانگ دیاوان
رِتھن خاطِر نِدا سُبحان اللہ

تمِس تابع چھ گردِش کائیناتچ
کُلس پیٹھ چھُس نِگاہ سُبحان اللہ

عِبادت کانہہ تمِس کرئ تن نہ کرئ تن
بہر صوٗرت خدا سُبحان اللہ





گٹہِ منزٕ تہٕ بیٚیہِ گاشَس اندر اللہ وُچھان چھےُ
کوٚسہٕ رائے، کیتھ پیٹھ چھےُ نظر اللہ وُچھان چھےُ

لغزش گژھی نَنہِ واپہٕ تَتھ ساری چھِ خبردار
جُرمِ پسِ دیوار و دَر اللہ وُچھان چھےُ

کتھہٕ کرنہِ تگان چھےَ تہٕ بوزن وٲلی دِوان داد
اِخلاص گفتارُک مگر اللہ وُچھان چھےُ

ہَتھ پرِدٕ تھاوِتھ ژھایہِ کرَکھ یوٚسہٕ تہٕ کانٛہہ حرکت
دُنیاہٕ ژھوتن بےخبر اللہ وُچھان چھےُ

آیَن ژِ کران معنہِ پَینہ نے منشۂ مُطابق
اے واعظِ شوٗریدہ سر اللہ وُچھان چھُے

ژھوچھِ زندگی خاطر کران منصوبہ سبٹھا زیٹھ
اے بے خبر از خیر و شر اللہ وُچھان چھُے

سورُے جہاں روٗٹ وُنلہِ تل اُمی چاۓنی کردارَن
اے محورِ شمس و قمر اللہ وُچھان چھُے

اَمِہ کھوتہٕ ژِ پران گژھتہٕ لُکن بروٗنہہ کنہٕ توحید
سینس اندر ژھیپتہٕ مندر اللہ وُچھان چھُے





چشمن عطا مے کرتم لُطفچ نظر خُدایا
شوقس بخشتہٕ میانس عرشکُ تھزر خُدایا

عِرفانہٕ پننہٕ ستین پرزر لاوتن جبین میون
سپداوتم مے رشکِ ماہ و مہر خُدایا

میانو اتھو جہاں گوژھ خاءرِ کی خزانہٕ پراوُن
میانو کتھو ژٕ کرتن نابوُد شر خُدایا

میٚتہٕ تھوَتہٕ تأبیاہ زاہٕہ مولاےٚ خأشن ہُنٛد
ہیٚچھِ ناوتَم ژٕ روزُن فرمان برَ خُدایا

عٲلمک تہٕ پاک اَدبُک سَپداوتَم ژٕ خوگر
تَل میانہٕ فِکروفہمکی ووٕلرَس مَلر خُدایا

پیٚنہٕ نبن عظیم بَندن ہُنٛد لول برَمےٚ سینَس
تِمہٕ لولہٕ یژھتہٕ بَرٕہَن پژٕھ خُشک وُتر خُدایا

شعَرن اَندر چھُ مُشتاق یِم آرزوٗ گُزاران
ژےٕ پأدٕ کرتہٕ أہنٛدن شعَرن اَثر خُدایا





صُبحَس چھُ نوٗر تمٕی سُنٛد شامَس سرٛوٗر تمٕی سُنٛد

عٔشقس حضوٗر تمٕی سُنٛد یاد آم اللّٰہ اللّٰہ

سُہ چھُ میٛوٗن چوٗن مولاسُہ چھُ چوٗن میٛوٗن مولا

وأحِد چھُ سون مولا یاد آم اللّٰہ اللّٰہ

اَرض وفلک چھِ تمٕہٕندی مُلک وُ مَلک چھ تمی سندی

باراں بَرَق چھِ تمٕہٕندی یاد آم اللّٰہ اللّٰہ

پٔرتھ جایِہ چھُس ٹِھکانا باریک ترسُہ بینا

دانا تہٕ راز دانا ، یاد آم اللّٰہ اللّٰہ

سُہ چھُ رایہِ رایہِ وٲقف سُہ چھُ جایہِ جایہِ وٲقف

سُہ چھُ دِیہِ تہٕ مایہِ وٲقف یاد آم اللہ اللہ

سُہ چھُ سارِنے نِگہبان پٔزر کھ مُشکلَس چھُ آسان

تسَ ستی کٲنسہ چھِنہٕ مان یاد آم اللہ اللہ

سُہ چھُ صُبحدم سرِ شام پوٚشیدٕ تے سَرِ عام

سُہ چھُ لول حُسنِ گلُفام یاد آم اللہ اللہ

جود و سخاوتٕ اُلفت سُہ چھُ سَرتٕ پا مُحبّت

رٕژ میٹھ تےَ ٲدٕر کتھ یاد آم اللہ اللہ

سُہ چھُ چارٕ گرَ حیاتُک سُہ چھُ راہبر نجاتُک

مولا سُہ کٲیناتُک، یاد آم اللہ اللہ

سُہ چھُ ٹوٚٹھ بنٕدٕ پرَوَر بارعبٕ داد گستر

مولاے روزِ محشر یاد آم اللہ اللہ

بوٚدس کراں سُہ نا بوٚد نِہٕ آسہِ تتھ کراں بوٚد

تسَ روٗس نہٕ کانٛہہ تہِ معبوٗد یاد آم اللہ اللہ

رحمت تٕہنز فرَاوان سُہ چھُ آلہٕ وَس ژٕرے پاران
تَلہٕ سہ رٔٹُس ژٕ داماں یاد آم اللہ اللہ

سُہ چھُ شالہٕ مار گُلنارٕ، شبنم تہٕ بوٗنہٕ شہجار
کوہسار، شیٖنہٕ دَستار یاد آم اللہ اللہ

ہرگہہ پَرکھ ژٕ قُرآن روزکھنہٕ زانٛہہ پَریشان
یہِ چھُ لوٗل گُلُ بَداماں یاد آم اللہ اللہ

مُشتاقؔ ہٕندی ئہٕدری شعَر بوٗزِتھ بلَان چھِ بیمار
بے زان گژھان خبردار یاد آم اللہ اللہ





ژٕرے کرٕدِ گار سوٗنے پروردگارِ عالم
چھِی قدرتٕکی زٕ شاہدٕ لیل ونہارِ عالم

بخشُتھ جلال تھزرَن، وٕڈرَن تہٕ کوہسارَن
پوشنَ بہار چوٗنے ژٕرے چھُکھ بہارِ عالم

اندٕ وند چھےٚ چانٔی شفقت مشرق تہٕ مغربَس پیٹھ
ژٕ بےٚ یوت بنیہٕ نہٕ کانٛسے کوٚرمُت چھُھ تارِ عالم

خاموش یارِ جنگل، دیوانہٕ پاںٛژادر
چاٲنی چھِ بحر تےَ برَ مُلک و دیارِ عالم

اَسمانی جانورِ چھی ہیٚچھِ ناوٕی متیٚ وُڑو ژیٚیسے
چانِہن حسٔیں اَتھن منٛز نقش و نگارِ عالم

علمکۍ خزانہٕ ژیٚیسے رِنٛش ژٕرے پانہٕ بأگراواں
چاٲنی چھِ آش تھاواں طِفل و کِبارِ عالم

دُبہٕ راے ژٕرے دِلن ہنٛز ژٕرے پأری زان حشیمن
مُشتاق چھن، چھُنٔے قُرب و جوارِ عالم





کاینانُک بادشاہ

لَا اِلٰہ اِلَّا اللّٰہ

چھُنہٕ تٔمِس ہیُو کانٛہہ اکھا

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

تٔمۍ بنوو عرشِ بٔریں    تٔمۍ سُنٛدرٕے فرشِ زمیں

ماہ و خورُشیدِ مُبیں    خوبصوٗرت تَے حسیں

مالکِ روزِ جزا

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

اَرفع و اعلیٰ سو ذات محترم تمٔ ہٕندی صِفات
تسٕ اَتھے موت و حیات تمٔ بناوٕ متیٖ دوہ تہٕ رات
تَس چھ پزٕتھ کُنہِ بیٹھ نِگاہ

لَاِالٰہَ اِلَّا اللّٰہ

لاابالی وِلاشریک مالکِ بیتِ العتیق
مغفرت تمٔ سٕنز انیک کاشہٕ تمٔ سُند ہیوٕ شفیق
شوبہِ بے شک سُے خدا

لَاِالٰہَ اِلَّا اللّٰہ

کُنُ سُہ معبوٗدِ جہاں تَس چھِ جنّ اِنساں نماں
سُے چھُ ربّ سُے حُکمراں کانسِہ چھُنہٕ تس نِش چلاں
تہٕنٛز پزٕتھ کتھِ منز نفع

لَاِالٰہَ اِلَّا اللّٰہ

تمٔ سُنذے آبِ زلال     تمٔ ہندی سنگرتہ بال

یور وُچھ تمٔ سُند جلال     ہور وُچھ تمٔ سُند جمال

تسٔ منگاں ساری دُعا

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

سانٔی پتھ حرکت وُچھاں     سون باطِن چھُس عیاں

سارِنے ہُند نگہباں     سارِنے پیٹھ مہرباں

تسَ چھِ پتھ اکی شِنز پناہ

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

باگراں سُے گاٹہٕ جار     عِلم حکمت تے وقار

جاہ و حشمت اِقتدار     شکل و صوٗرت اعتبار

سارِنے بوزاں ندا

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

سُوز تمیٚ خیرُ البشرؐ تا قیامت راہبر
یُس تِمن فرمانبر تَس نہٕ کانٛہہ خوف وخطر
کرٕ تمیٚ حاصِل رہنا

لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ

تُہنٛزِ موٗچہِ منٛز بحر و بر تَس چھِ سینکہِ داپنٛچ خبر
تَس اتھن منٛز خیر و شر تَس نِشہِ پزرٕے پزر
اِبتدائُس اِنتہا
لَا اِلٰہَ اِلَّا اللّٰہ





ارمان یِم دِلس پَھیِم تِم چھی عیاں خُدایا
یِہ عیاں ژٕ ےٚ پیٹھ چھُ کرٕ کیابہٕ تہٕ ووٗنی بیاں خُدایا

غُلمکٕ تہٕ گاٹٕہ جارٕکی فہمکی خزانٕہ سوزُم
پَےٚ چون بوزٕ ناوَن سورُےٚ جہاں خُدایا

جبروٗت تیوٗت بخشتُم پاوَکھ یِہٕ چاۓنی مُنکِر
لبہٕ ہا جہان سورُےٚ امن و اماں خُدایا

توٗفیق دِم تہٕ رَچھہٕ یُتھ ماٗلس تہٕ ماجِہ ہُنٛد دِل
پٕرٕتی کرتہٕ تِہندِ خاطِر دوٗشوَےٚ جہاں خُدایا

بے زان چھُس کرُم زان تا فہم چھُس فہم دِم
ژٕنے سِوا پٕہ زان دِیہِ کانٛہہ نَہ فہم دِوان خُدایا

کِرِدار مشیانٕہ عہ ستین نَرماوتھ ستمگر
پھولہٕ وُن جبین بخشُم آسہٕ وُن دَہاں خُدایا

کرناوتَن یہِ مُشتاق معرِاج پَننہٕ شوقُک
موچھہٕ منٛز اَمِس یِہنَ یِم سَتھ آسماں خُدایا



شفیق پیغمبرس کر کھناژ سانہ حاپچ خبر خدایا
گمژ چھ رتہ سئری کشیر گام و شہر چھ زیر و زبر خدایا

دہ ہس چھ کربل گربزاں اندونْد تہ آہ و زاری چھ راتی راتس
جواں چھ قرباں گژھاں چھ ماتم سرائے سوئے شہر خدایا

اسی یہ عرب و عجم سکینن براں تہ کھالاں چھ پھاسہ کوٹھین
جرم چھ کوٹر مت زِ راہبر زو تمت چھ خیر البشر خدایا

نہ اسی زرواں نہ زر وہا زانتھ نبی رحمت یہ سانی ذلت
ستمگرن پیٹھ یہ مہر و محبت، ستم زدن پیٹھ قہر خدایا

چھ تیوت ییکہ ییتھ شہید خونس زِ سانہ ییتھ ہندی چھ سوکھی تہ ژھینتھی
بٹھن تہ بیرن چھ تاکہ بندی ہیواں چھ نظرن گزر خدایا

چھے پوشہ پورس اندر قیامت تہ خانہ یارس تہ شور محشر
دہ ون کوت کالا چوان روز و بدست دشمن زہر خدایا



# ذکرِ جمیلِ مصطفیٰؐ



اُسکھ حوالہٕ کٔرمٕژ اَسہِ عاجِزَن اِمامَت
عالَم چوَران چھُ رَتھ سوَن ذِکرِ رسولؐ کٔری تو



اَزل، صُبحِ اَزل روتے محمدؐ
اَبد، شامِ اَبد موتے محمدؐ
چُھ تہنڈے سیرتُک تفسیر قرآن
قرآنِ محترم خوتے محمدؐ



حیاتس بس اکُے مُنزل محمدؐ
حیاتُک رُوحِ خدا، چھپس دِل محمدؐ
خدایس ستو ہرگز چھپکنہ شیٔر کُ ووت
خدائی ہنڈ مگر حاصِل محمدؐ





دِل چھہ پۄران ، جِگر پۄران صلِ علےٰ محمدؐ
چشمہ پۄران نظر پۄران صلِ علےٰ محمدؐ
لوح و قلم تہٕ جبرئیلؑ، کوثر و نہرِ سلسبیل
شام پۄران سحر پۄران صلِ علےٰ محمدؐ
عرش مکان ولامکان کعبہٕ ارم تہٕ القرآن
صحرا و شر سنگر پۄران صلِ علےٰ محمدؐ
فربس تہٕ چنار، دیودار مرگہٕ وُڈر تہٕ آبشار
بٔنہ چھُہ پنچھ جانور پۄران صلِ علےٰ محمدؐ
فلک و ملک زمین زمان شمس و قمر تہٕ آبِ ہواں
گوہر و سیم و زر پۄران صلِ علےٰ محمدؐ

میثانہ کِتابہ ہنڈی اَچھر میثانہ زباٗنی ہنُڈ پیزر
زیر پرَان زَبر پرَان صلِ علےٰ محمدؐ

پوشہ پھُلے تہ میوگُلی، سبز چمن تہ گاسہ تلُر
قطِر پرَان مَلر پرَان صلِ علےٰ محمدؐ

چھوٗت تہ سیاہ وہ زُل تہ نیوٗل یا رتھُہر تہ لوہ موٗل
اَحمر پرَان ، اَخضر پرَان صلِ علےٰ محمدؐ

حسُنِ جمالِ کائنات عشقِ جلالِ ممکنات
خالقِ بحر و بر پرَان صلِ علےٰ محمدؐ

آغہ ژکر تہ بہرِ بتوٗلؓ نعت مُشتاقؔ ہنڈی قبوٗل
جن تہ مَلکھ بَشر پرَان صلِ علےٰ محمدؐ





وَالضّحیٰ وَصفِ رُخِ روٗئے رسوٗلِؐ محترم
سورۃ وَالّیل گیسوٗئے رسوٗلِؐ محترم

گو خُدا مُشتاق بَر روٗئے رسولِؐ محترم
سایہِ تھووُن عالمَن موٗئے رسولِؐ محترم

پَن پننٕز مرضی لُکن یوٗکُن گژھَن تو کُن گژھَن
اَسہِ چُھ تمَنا أسی گژھو سوٗئے رسولِؐ محترم

زوٗنہِ آفتابَس خدایِن گاہ دُیت وُشنیر دُیت
تمٕ پہِ کوٗرمُت صدقہٕ روٗئے رسولِؐ محترم

حرمِ کعبہ عرب وعجمس کیٛت خدایَن قبلہٕ تھوٛو
پانہٕ کعبس قبلہٕ اَبروٗئے رسوٗلِؐ محترم

کیا کرُن آبِ حیاتس چھُم ڑِ ہئے کرما کرَکھ
چاڑِ ہم ہئے آبِ پاشوتے رسُولِؐ محترم

وَتہ گرد ہرگِہہ تہنڑ نیہ واو دوزُخ ڑھبتہ گرڑھن
گُل پھولن ڈترِس زِ خوشبوئے رسُولِؐ محترم

سنگ دِل وِ بگلیے شینکی پاؑٹھی سیدیے آب آب
پیلہ وُچھک چشمو حسیں خوئے رسُولِؐ محترم

چھُس مدینَس دوُر ہیو مُت حسرتکی یم ڑِہی بران
رُوح چھُم دیوانہ کوئے رسُولِؐ محترم

اوّلین و آخرین ڑھاراں رضائے کبریاؒ
حضرتِ اللہؒ رضا جوئے رسُولِؐ محترم

مارنس مُشتاق پتہ یِم آہہ نے پوشی نہ کانہہ
چھُپے ڑے مدتس زورِ بازوئے رسُولِؐ محترم





جسد و رۄح و نبضِ دوراں رحمتہً لِلعالمینؐ
فخرِ آدم شانِ یَزداں رحمتہً لِلعالمینؐ

کُفر و شِرکنہِ نارٕ ژٕزمٕژ آس سآرٕے کائنات
رحمتُک ہیتھ آے باراں رحمتہً لِلعالمینؐ

تِھہندِ باعٕژ آیہِ بالَن تےَ کلُبن تامَتھ زبان
حُسنِ تقدیرُک چُھ عنواں رحمتہً لِلعالمینؐ

وارِہَن باطِل خدایِن بدلہٕ اکھ ربِ جلیل
فِکر و فہمس مشٕز بسٲواں رحمتہً لِلعالمینؐ

جلوٕ گر کرِ چھےٚ رسولِ محترم پَتھ کُس وَنان
اَز چھُ اَسہِ دیدار ہاواں رحمتہ ٱلِلعالمینؐ

چھُک لٲبن، دارٕن، بَرن، ہیرن وَلان مخمل لباس
ٹاٹھِ پیٹھ آرام تراواں رحمتہ ٱلِلعالمینؐ

ژٕچھی پوتلی پَنٕہ نِس وَچھس منز گاش کوٚر کُفرس نِثار
وُڑھٕ وناں اَسہِ دین و ایماں رحمتہ ٱلِلعالمینؐ

ژھوٚر مٔشیدن منز اَژُن اوتے ژٕ پیٹھ بارِ گراں
رٲژ سٕجدن منز گزاراں رحمتہ ٱلِلعالمینؐ

چھُکتہٕ گرِ باٚژَن ہیکان پَنہٕ نٕبن وٗنتھ تمٕ سُند پیام
طائفکُ کَنہٕ روٚد وہتراں رحمتہ ٱلِلعالمینؐ

تہٕنزِ وَتہٕ قربان نَے سَید کھ ژٕ ہیٚو ایزِ ثور کُس
وَنتہٕ ژٕ نَتہٕ کُس نہٕ ماناں رحمتہ ٱلِلعالمینؐ

عقلِہ والیو وۆن بچاوُن ژُو کرُن عیش و آرام
عاشقوَ روۆٹ دس بدَاماں رحمتہً للعالمینؐ

معجزۂ شقّ القمرتہِ چھُ پۆز کیا پہِ چھُنا پیزر؟
قائِلن عادِل بناواں رحمتہً للعالمینؐ

علم و حکمت، آگہی تےَ سربرأہی ھُنٛد مقام
جبھ رچھن والین چھِ بخشاں رحمتہً للعالمینؐ

قدم پاکچہِ گردِ تھٔنزے آلہِ واَن سرآفتاب
آفتابس گاشہِ راواں رحمتہً للعالمینؐ

بڑانٛدِ کنہِ تل تھٔنز پھٔٹ متی حکمتکی بٔڑی ناگہ راد
گاڑہِ جارس تریش ہۆمراں رحمتہً للعالمینؐ





اَزلہٕ پیٹھے چھ کاینات بستہٕ دامِ مُصطفےٰؐ
نوٗر وضیاے مہر و ماہ صدقہٕ نامِ مُصطفےٰؐ

باغِ رِسالتَس اَندر ختمِ رِسالتُک گلاب
فلکِ نبوّتَس گہَاں ماہِ تمامِ مُصطفےٰؐ

جنّ و بَشر، فلک، مَلک، بحر تہٕ بر پَران سلام
پایہٕ کراں وِرد خُدا محترم نامِ مُصطفےٰؐ

حُجرٕ مینٛزٕ و تہنٛد محل، فرش گٔھرٕ زٕ دیلو پَتھ
شیشہ مندرِ منٛز بسان وُچھ مے غلامِ مُصطفےٰؐ

ذِکرِ خُدا چھُ ناتمام صوم و صلواۃ تہٕ حج بیکار
صُبح و مساٲژ نےَ وَنکھ لوٚکن پیامِ مُصطفےٰؐ

تھَوکھےَ اٲچھن تَلےَ دِوہے زاشہہ تہٕ رَٹی پہٕ گُمرٕہی
غارِ حراتہٕ بَدر و حُنین سجدہ و قیامِ مُصطفےٰؐ

آدمؑ و نوحؑ تےَ خلیلؑ موسیٰؑ و یوسفؑ و شعیبؑ
عیسیٰؑ، ایوبؑ و سلیمانؑ سارِی غُلامِ مُصطفےٰؐ

مَنبعِ شفقت و خلوص، مَصدرِ خُلق و انکسار
اَکھ چھُ قرآنِ مُحترم، بیٚیہِ چھُ کلامِ مُصطفےٰؐ





ٲبِستھ مکانَس تہٕ لامَکانَس اَندر چھُ حسُن وجمَال چوٚنُے
اَوّل تہٕ آخر خدائے پاکَس گُمان چوٚنُے خیَال چوٚنُے

چھُ چون شقُّ القمر تہٕ نُطق الحجر تہٕ بیٚیہ بیٚیہ عظیم واقعہ
مگر یِہ اِنساں ساز آسُن چھُ معجزٕن منٛز کمال چوٚنُے

نَہ روزِہا کانٛہہ وبقار دارَس نَہ آسِہا اَعتبار نارَس
اَگر نَہ تھوٚہَن مثالہٕ قائِم صُہیبؓ چوٚنُے بلالؓ چوٚنُے

اَزل محمدؐ اَبد محمدؐ نِشان شانِ خُدا محمدؐ
زَوالہٕ بُزی گئے طریقہٕ سأری فقط چھُ اکھ لازَوال چوٚنُے





حرمِ کعبس منز چھُ کعبہ رحمۃً للعالمینؐ
خلقتس منز اِنتخابا رحمۃً للعالمینؐ

کُفرو شِرکس منز قیامِ لااِلٰہ تمیٚ سُند پیام
فِکرو فہمکُ اِنقلابا رحمۃً للعالمینؐ

حَل کرُن نیٚایَن، خدا ژھارُن، بساوِنی کائیناتھ
پیٚرتھ سوالسَ کُن جوابا رحمۃً للعالمینؐ

تِم چھِ قُرآنسَ شرح، قرآن وٚژھناوال تِمن
حُسنِ تقدیرچ کِتابا رحمۃً للعالمینؐ

عالمَن فرمانبرداأری تِہنز گرٕ لوٚب نجات
زیٚوِ پرٕن تامَت ثوابا رحمتہً لِلعالمینْ

اَنبیاء ساأری چھِ زَن تارَکھ نبوّتہٕ کِس نَبس
تارکَن منز ماہتابا رحمتہً لِلعالمینْ

موٗلہَن ازَے چھُ لأگتھ ٹھوٗمُت کَمہِ شوقہٕ سان
شیٖرِ پَنہٕ نے پیٹھ گوٗلابا رحمتہً لِلعالمینْ

مُلحدن خاأطرٕ چھِے تمیٚ سٗنز پاک کتھ موتُک پیام
موحدن خاأطرٕ شرٕابا رحمتہً لِلعالمینْ

زانہِ رَبُّ العالمین پَنہٕ نِس نبیٚ رحمتہٕ سُند مقام
ژورنَس پانَے خطابا رحمتہً لِلعالمینْ





کأینانٚس منٛز کُنُے ذِی شان رسولؐ کاینات
سارِنٕے اَسہٕ دین تَے ایمان رسولِؐ کاینات

گاش سُے چشمن جہانس سُے چھُ نبضِ کاینات
یا تہٕ وٕنی تو گردشِ دَوران رسولِؐ کاینات

سأنی کیا حیٚثیت چھِ مرُسل تام تِمٕ ہندی داغدار
یوٗسفَن منٛز یوٗسفِ کنعان رسولِؐ کاینات

حرمِ کعبس منٛز وُچھُم کعبے چھُ زَن کعبس نمان
یا تہٕ قرآنس اَندر قرآن رسولِؐ کاینات

ڈُیہس منز گوکھ ہَرگہ گُم پتہ ژھاری کُس اکھا
راو تسٔ منز رأوی ہِتی ژھاراں رسولِؐ کاینات

کاینا تسَ منز خُدا دعویٰ نبیؐ تتہ پیٹھ دٔلیل
تِ چھِ شفقتہ سان وِژھناواں رسولِؐ کاینات

ٹاٹھی نبینؐ طٲیفکی سَنگلاخ دِل گرٲے آب آب
چُھکنہ ژٕےرِ نرماں چھِ اوٗش ہاراں رسولِؐ کاینات

براندِ کنہِ چھُس ہٕتھنزِ گوڑ نتھ ژٕہ دِوان اَچھُس لبکھان
زَن چھُسَن چشمَن اندر للہ واں رسولِؐ کاینات





وۆندُے یمٚی زۆ تَسُند ایماں چھُ کاأمِل
مدٟینہ و حرم تسَ کنُ چھِہ مأیِل،
تِہی رۆحِ رواں دۄشوٚنی جہانَنَ،
مےٚ تہٕندُے نقشِ پا مقصوٗد و مٔنزل
نمیے کِشورکُشا چانِن غۄلامن،
غۄلامی چأنی خۄش بختن چھَ حأصِل
تمیزِ خیر و شر ژیٚیے فکرِ تورُتھ
خدایَس کُن پھِرُتھ اِنسانہٕ سُند دل
مےٚ گو نأزِل دِلس پیٹھ ناوچھوٗنے
ژےٚ پیٹھ یِتھ کٔنی گوٚمُت قرآن نأزِل

مٲدنچہِ میٚثرٕ بخشُن تاثیر نظرَن
اوَے لرزاں مے کُن وُچھنَس چھُ باطل
کھٕنِم دہہنس اندر زٕ ژھرٕم وچھس منٛز
تُہنٛزٕ سیرت تُہنٛزٕ شُکل و شُمایل
خدا کامِل کمالِ قدرتس منٛز
کمالِ بندگی منٛز چھُک ژٕ کامِل
ذِکرٕ آس تارکن ژورٕیے گوچھین منٛز
ژٕ ے کٔرِی تھس مارکن منٛز حَل مسایل
سخیؔ، عادل، حسین کُل کاینات کھ
برَس تل چھِی ٲنِتھ ساری ژٕ ے سایل
ژٕ چھُکھ لولُک ازل لولُک اَبد ژٕ ے
ژٕ چھُکھ نورِ قرآن حسُنِ مزمل





دِلن تسکیٖن ، گُلن بخشان اَسُن گُفتارِ آنسرورٕ

شفا مرضَن ، دوا دادبن مےٚ چھُم دیٖدارِ آنسرورٕ

خدایمٚی مون تسَ بَڑِ لازِمن آءسنٕ نبیٔ ہِشنٕ پٔژھ

چھُ یُس اکھ بندٕ مولا چھُ سُے اکھ یارِ آنسرورٕ

لِچھَن پیغمبرنٔ افسر ، خوٗدایَس ٹوٹھ ، آسہٕ رہبر

اُچھن ازیَے چھُ نورَس سورمہٕ انوارِ آنسرورٕ

جہانن نُسخٕہ واراہ آزماوِن کرٕ تجلہٕ پوٗنی سَپدُس

دِوان اِیٚنٛخ ضمانتَ عالمس کردارِ آنسرورٕ

موکُلمس چوٚو نٕہٕ مُشتاقن شُکر اللہ تعالیٰ سُند

اَمِس کِژِ کوثرَس پیٚٹھ ترٛیش ہیٚتھ تَتہٕ پٔرارہٕ آنسرورٕ





حیا لُطف و کرم، فخرِ دُو عالمؐ
سخا، جود و رحم فخرِ دُو عالمؐ

بجاتک ڈل، امانک بحرِ قُلزم
حیاتس پیٹھ رحم فخرِ دُو عالمؐ

نگاہ دوشونی جہانَن پیٚ حیاتکُ
جبیں رشکِ اِرم، فخرِ دُو عالمؐ

تمسٔ وُچھ وُچھ پھولاں صبحُ اَسان پوش
چھُ تقدیرٕک قلم فخرِ دُو عالمؐ

مُقدّس خوٗن تہٕ شُد ہاراں چھِ دُشمن
برَاں پوشے ہلم فخرِ دُو عالمؐ

یتیمن پُشس پناہ ڈوٚکھ بے ؤسیلن
مَداوایے اَلم ، فخرِ دُو عالمؐ

جبیں سٔجدس اندر چھُس رٲتی راتس
حرم اندر حرم ، فخرِ دُو عالمؐ

کراں اِنسانٕہٕ سٕندِ خاطر چھِ برداش
ہجومِ دردو غم ، فخرِ دُو عالمؐ





آفتابَس پرتَوُک آگُر رُخِ رویے نبیؐ
چھُوٗ اگر پرٛزٕلُن یَنٛہُ مقصد ڈٕلو سویے نبیؐ

کوثر و تسنیمہٕ کٕہن بیرن بٕھٹن یہٕ چھُ آرزو
کونہٕ اسی کٕری مَولہَن خاکِ رہِ کویے نبیؐ

اٰنہٕ چھےٗ پانس رِنشٕے کوٗرٕکھ خدایَن خوش نصیب
آیہِ قرآنٕکی یَرَکھ چشمَو وُچھَک خویے نبیؐ

لامکاں، طوبیٰ، عرش گرویدہٗ حسُن و جمال
حرمِ پاکن قبلہٕ ڈیوٗند محرابِ اَبرویے نبیؐ

تہٕذیبہٕ ساتے بنٛیٕ مُمکن حیاتِ کاینات
بلبُلو ہیٛچھٕہٕ لحن، رٕوٗکٕٹ گلُو بویے نبیؐ

توتہٕ کیا گو اسی تن سورُے جہاں خوٗن تشنہٕ میون
باخدا مَدتس چھُ میٲنس زورِ بازوٗیے نبیؐ





رسولِ خدا پُرجمال اللہ اللہ
جلیلُ القدر بے مِثال اللہ اللہ
چھُ ماضی تہٕ مستقبل و حال تمۍ سُند
یِمیس رۄد تمۍ سُند خیال اللہ اللہ
گرِ ژھان تٔہندِ باعثہٕ مےٚ چھُم مُشکلن حل
جبینس ژلان چھُم مَلال اللہ اللہ
بٔرِ نزِس منز گرِتھ آتےٚ معراج واپس
وُچھان گےٚ رٔنِتھ ماہ وسال اللہ اللہ
محمدؐ محمدؐ چھُ مشرق تہٕ مغرب
محمدؐ جنوٗب و شمال اللہ اللہ

پھیکِہن پیٹھ ہوا نامِ اطہر چھُ پھرِ وان
مُعطّر چھِ دشت وِجبال اللہ اللہ

دِتن تمۍ ہشزَن پان منتھنگ تمنّا
کران ۂبڈی لوٗکٹۍ نوٗنہال اللہ اللہ

بخشُمُت چھُ جبروٗت عشقن مےٚ تمۍ ہشندی
چھِ لرزان مےٚ نِش کوہ تہٕ بال اللہ اللہ

پرَان چھِس درُود وسَلام گُل تہٕ بُلبُل
سمندر، شہر، سنگرمال اللہ اللہ

مکاں، لامکاں رام گرِہۍ متۍ چھِ عشقن
ہوَس ژھارِ مال ومنال اللہ اللہ

یُتھے زاس مُشتاق سید یوٗس تمۍ سُند
حیقرس بخشُم جلال اللہ اللہ





حرمِ کعبس قبلۂ ایماں رسوٗلِ محترمؐ
جانِ عالم گردشِ دوراں رسوٗلِ محترمؐ

تٔہنز شفقژ پیٹھ چھَ مأرِس ماجہِ ہنٛز شفقت نِثار
دِین و دُنیا بالٕ بچھِہ لاگاں رسوٗلِ محترمؐ

أسی چھِ کمرَن منز لبَن تامتھ وَلاں مخمل غِلاف
فرشِ خاکس پیٹھ چھِ لرتراواں رسوٗلِ محترمؐ

پاک قدمَن چھُس ہیواں گژھنہٕ عرشہِ پیٹھٕ پروردِگار
بیٛلہ چھِ فرشس پیٹھ پکاں آساں رسوٗلِ محترمؐ

روزِ کیتھ کٔنۍ سانہِ ایمانکُ زمانس رعبہٕ داب
رٕچھۍ دِلن منٛز بُت وُٹھو مانان رسوٗلِ محترمٕ

آیہِ تَن تھوٚومُت چھُ طاغوٗتس پننٕ مال ومَنال
زوٗل کرٕی کرٕی رٲضی چھِن تھاوان رسوٗلِ محترمٕ

شاف چھُم کفرُک عیالَس چھُسنہٕ دینچ کیتھ وَنان
طائیفکُ کنہِ روٗد وبتراوان رسوٗلِ محترمٕ

قدمہٕ قدمَس پیٹھ چھِ وۄتلان اَزتہِ بدر وکربلا
جان نثارَن آنش ہیتھ پراران رسوٗلِ محترمٕ





مُسلم جواہٕ میانے زانِنُ پَننُ پیمبرؐ
مَتہٕ گژھتہٕ آہٕ مانے زانن پَننُ پیمبرؐ

رَبّ تس سلام سوزان تَس پیٹھ عرش چھُ نازان
سے سون جانِ جانان زانِنُ پَننُ پیمبرؐ

تَس منز اگر ژٕ راوَکھ ظلُمات گاٹشہٕ راوکھ
دِل کعبہٕ زَن بناوَکھ زانِنُ پَننُ پیمبرؐ

سُہ چھُ دَرِ گُزر سراسر سُہ چھُ رحمتُک سمندر
تَس کنُ وُچھتہٕ ژلاں شر زانِنُ پَننُ پیمبرؐ

کُلِ کٔنٛڈ کراں تمٔس پَتہٕ بیٹہٕ جانوراں پتہٕ
تہٕ ہنٛزن وَتن ژٕ ڈٗلتہٕ زانِنُ پَننُ پیمبرؐ

تمٔ دِژ زباں خموشَن، جاناورَن دِ خوشَن
حُسن وجمال پوشن زانِنُ پَننُ پیمبرؐ

روزی خدائے راضی بخشن ژٕ سرفرازی
پٔراوکھ ژٕ بے نیازی زانٕن پَنٕن پیمبرٕ

سُہ چھُ محسنا کریما، سُہ رؤف تے رحیما
سُہ چھُ بندۂ عظیما، زانٕن پَنٕن پیمبرٕ

تٔمی سُنٛد مقامِ اعلیٰ تٔمی سُنٛد چھُ بول بالا
معشوقِ حق تعالیٰ زانٕن پَنٕن پیمبرٕ

حأصِل کرٛزھی ژٕ عظمت عرشکِ تھزر تہٕ وسعت
دیوانہٕ گرٛزھ تٔمِس پَتھ زانٕن پَنٕن پیمبرٕ

غمخوار سون رہبر سُہ چھُ بہترن تہٕ بہتر
عأدل تہٕ دادگُستر، زانٕن پَنٕن پیمبرٕ





چھُ غائب وظاہر، اوّل تہٕ آخر اسپر موتے رسولِ رحمت

نبی چھِ نورِ خدا، جمالِ خدا چھُ روتے رسولِ رحمت

ازل چھُ تمیٚ سُند، ابد چھُ تمیٚ سُند مکانٕ تہٕ بییہِ لامکاں چھُ تمیٚ سُند

عبادتَن منز سرس عبادت چھےٚ جستجوتے رسولِ رحمت

حراتہٕ بدر و حُنینَن و طائیف اُحد تہٕ شعبِ ابیٚ طالب

یمن مقامَن، یمن وَتن منز چھُ آرزوتے رسولِ رحمت

مدینہٕ گژھنچ دِلَس چھےٚ حسرت خدا چھُ زانان زِلوٚ پٕر گژھہ کر

مگر یہ روح چھُم کران مُسلسل طوافِ کوتے رسولِ رحمت

چھُ چون دعوی عشق باطل تہٕ دینداری محض فریباہ

پیٚومُت نہٕ ہر گہہ دِلَس اندر چھےٚ زٕ عکسِ خوتے رسولِ رحمت

تقاضہٕ عشقُن صدیقؓ زانُن، عمرؓ تہٕ عثمانؓ علیؓ پچھانُن

پیٚڑاوِ پیتھ چھی پڑاو رہبرنٕکی بہ سوتے رسولِؐ رحمت

مےٚ وٕنتہ ہو کھنےٚ تلاو، شٕشٹھِ تےٚ بہار دٕزنےٚ نشاط اَدِ کیا

نَہ چھےٚ خیالن نَہ چھےٚ مزازَس اندر ژٕرے بوٗتے رسولِؐ رحمت

ہوا چھُ محوِ ذکرٕ تہٕ آبَس درُود، گاشَس سلام زیوٗ پیٹھ

کراں چھِ کلُ کٹھ سنگر بیابان تہٕ گفتگوے رسولِؐ رحمت

خدا مہربان گژھِ تہٕ مُشتاقؔ کامرانی بنی مقدّر

وٚچھس اندر سَر، اَچھن اندر بَر تہٕ آبروٗے رسولِؐ رحمت





غلام دِینہٕ ہَم ژٕ دِنتہٕ میانِس شفیق پیغمبرس خدایا
اُمی آمارن صُبحس تہٕ شامس مے چشمہ لاجم درس خدایا

مے کوٚنہٕ اوسُم نصیبہٕ تِتھ ہیوٚ یہ کوٚنہٕ اوسُس مہاجرن منٛز
فِدا یہٕ کرٕہا یہِ زُو تِہنٛزن وَتن تہٕ برانٛدس برس خدایا

زنگارٕ چھیم یتھ قلایہِ لوکُٹ تہٕ چھینہٕ وونی کانٛہہ ہیکان پھٲپھِتھ
کھوژس ہیٚنم اَلِمے سے یہ نمٕ ہے درودِ رحمت پرس خدایا

یہ سر پھیٚکین ییٚتھ وَبال روزِم اگر نہٕ تِہنٛزن وَتن فِدا گو
ژٕ لاشریکا سہٕ لامِثالا یہٕ پپر گومُت سرس خدایا

اِطاعتس منٛز مے کھوتہٕ بیٚنہٕ نس صُبحس تہٕ شامس وُہس تہٕ رٲتس
مے برٛتھہِ عشقِ رسولہٕ تلہٕ ہا جنوٚنہٕ خشک وترس خدایا

نثار تِہنٛزن دَتن مے گژھہ نک یہِ آرزو چھیم قبوٗل کرتم
نہٕ روزِ ہے ڈر مے قبرِ اندر نہٕ کھوژہٕ ہا محشرس خدایا





ڈ نجہِ روزِ ہا پہِ دِل میون ذِکرِ رسولؐ کرٕی توٚ
ژَلِہ ہَم مےٚ زوٗنہِ زَن گروٗن ذِکرِ رسولؐ کرٕی توٚ

أسہ راٗوی دُنیہٕس منٛز اِبلیس سَپُن غالب
کُس ژھارِ کَس چھُ ژُکھ سون ذِکرِ رسولؐ کرٕی توٚ

أسکھ حوالہٕ کرٕمژ اَسہِ عاپرِہ اِمامت
عالَم چوَان چھُ رَتھ سون ذِکرِ رسولؐ کرٕی توٚ

تسبیح پَن ژھیٚنِتھ گوٚگےٚ مُنتشِر پہِ کیا گوٚ
نَہِ نوو پانہٕ اَسہِ لون ذِکرِ رسولؐ کرٕی توٚ

پٔرتھ کانٛہہ کران چھُ مَنگہٕ مَنگ کرِنا خدا اجابت
اوٗچھِ ہَن أچھوَ سُہ نُنٛدبون ذِکرِ رسولؐ کرٕی توٚ

سہٕ چھُ سَرٕ تہٕ پا سخاوَت اُلفت تہٕ مہر و مُحبّت

وَنِہٕ ہوٚس قبیٖلہٕ نتےَ کرِون ذِکرِ رسولؐ کٔرِی توَ

فہَمس اَندر بسوومُن سأنِس خداتےّ واَحد

زأنِتھ گٔرتھ تہٕ ما زون ذِکرِ رسولؐ کٔرِی توَ

پکناوِ کورِ عرُیاں شیطاں بناٰوی رہبر

کَمہِ حالہٕ سالہٕ پیہِ سون ذِکرِ رسولؐ کٔرِی توَ

بۄزتھ بِمن ہُمن ہُنٛد مُشتاق ہُم تہٕ یِم برہم

وۄنی بۄزی توَ ندامیون ذِکرِ رسولؐ کٔرِی توَ





ڈٲلہِ وُچھم پمپوش بُتھ چھٲلی چھٲلی پرٲراں یا مصطفےٰ

پوشہِ تھٕرچمَنس اندر ٲلی ٲلی پرَاں یا مصطفےٰ

یِم بہارٕکی معتبر رٕنگیں تہٕ بیٚیہِ لوٕ ہُتی گوہ لاب

کیٚنہہ چھہِ ٹوٗرٕن منزٕ تہٕ کیٚنہہ اڈٕ پھٲلی پرٲراں یا مصطفےٰ

جانور ہیَتہٕ بٔدی قِسم آبی، زمینی، آسمٲنی

کیٚنہہ چھہِ وُچھہِ منز کیٚنہہ چھہِ آبَس ٲلی پرٲراں یا مصطفےٰ

وَندہٕ راٲژن شیٖنہٕ تھوٚس اکھ اکھ تِمَن سوزاں سلام

گرٕشمہٕ زٕنجہِ منز یکھ گرٕژھاں گٲلی گٲلی پرٲراں یا مصطفےٰ

راتھ دوہ، صُبحہٕ شام، مہر و ماہ، تارکھ، نبَ، زمین

سَرٕ تہٕ شُنیاہ، بالہٕ کھنٕگ، سیکہٕ پھٲلی پرٲراں یا مصطفےٰ

سوٗنٛتہٕ صُبحُک واو، ہَرۄچ شامہٕ ژھَٹ، شُرۄگ، وُنل
تاپہٕ ژٔنٛڈ، شبنم، اوٚبُر، رُدٕ جلی پَراں یا مُصطفےٰؐ

چھِنہٕ فقط اٲزی ڈٲری، حسیٖن، زوٚدار، زَردار و غریب
کیٚتہٕ اڈٕ لینٛکر، گاشہٕ رُسی، ٲلِ گٔلِ پَراں یا مُصطفےٰؐ

شیٖشہٕ محلن منٛز پھٕرِنی تسبیح سَہَل، کیتھ کَر تٔہنٛز
کلہٕ ہٕنٛز چھَیہٕ دِتھ ہیوٗاں یِم مٲلِ پَراں یا مُصطفےٰؐ

اَتھ مَہ کر پَتھِ پَتھرٕ چھَے مُشتاق عشقچ داستان
کاشہٕ پَراں آہستہٕ کاشہٕ ڈٲلی ڈٲلی پَراں یا مُصطفےٰؐ





صوٗرت وُچھوَ تہٕ بہترَن منٛز اِنتخاب ژٕے
سیٖرت وَنوٚ تہٕ کٔنِہن کرِان آب آب ژٕے

اَختابہٕ کھٔتی یتھ کأینا تَس ساپہٕ عٔدی تم لوٗسی
لوٗسِ نہٕ یُس ہرگِز تہٕ چھُک سُے آفتاب ژٕے

کِتیاہ پیامبٔر کِتابہٕ آے ہیتھ مگر
خیرالبشرؐ تہٕ صاحبِ اُمّ الکتاب ژٕے

نٔبیٖن امام چھُک تہٕ رسوٗلَن ہِتہ پیشوا
ژٕے فخرِ نبوّتؐ تہٕ رِسالتؐ مآب ژٕے

کُل عالَم زو ذات، نَباتات، جمادات
پُچھ ٻڌی سوال آے ہِیتھ ڈِتھک جواب ڄَڑے

ڄَڑے گردِشِ دوران نبَشِ اُنفس و آفاق
چُھک اِمتحانِ زندگی خاطِر نِصاب ڄَڑے

ہَتہ ٻُدی کلیمؑ و یوسفؑ و عیسٰےؑ تہ سلیمانؑ
مُچھ ترا اُوی مِتی چھِن لوگنکھ نِشیرے گلاب ڄَڑے

یَترھی تَن خدا دِتہ شرفِ زیارت ڄَر مشتاقس
بخشُس مُرافقت ٻَنِزُ روزِ حساب ڄَڑے





خُدا رضائے رسُولؐ ژھاراں رسولؐ پننہٕ رٕس رٕو بسَ چھُ راُضی
مدینہٕ چشمن، حرم وچھس منز تھوٚوُم تہٕ دِرٕہم یہٕ سرفرازٕی

سُہ غارِ حرہک مُکیس قِدالتس جمالِ دُنیا جلالِ عُقبیٰ
دُیٖتن رذیلن سلیقہٕ لسنک تہٕ بدٕخٕہن خوتے دِلنوازٕی

خبَر نہٕ کِتیاہ گمان ووٚہکِی مے آسہٕہَن بُت خدائے وینِدی متی
مے نَے بَپاسِ رسُولؐ رحمت خدائے کرٕہم یہٕ چارٕ سازٕی

کلُین کھُسِتھ چھُک کراں ژٕ دعویٰ خدا اِچھوٚنُم رسُولؐ زونُم
تِمن نہٕ دوٕ شوٕنی ووٕ پرچھُ کانٕہہ اکھ پنٕنی ژٕے مارِتھ بنیوکھ غازٕی

زمانٕہ کنِہ کرٕم تہٕ گرٕی تَن پننہٕ تہٕ پھیرِتھ گرٕژھن تہٕ گرٕژھی تَن
ہزار شکُر و ثَناے داوَر چھُ میون یاوَر نبیؐ حجازی

مُرید حضرتِ امیر سُندچھُس مےٚ تِھتی مُشیدَن قفُل چھُ لگٕمتی
ہیٚچھم نہٕ زیوِ بیٖٹھ اَنِتھ شِکایَت پننِس مےٚ دپھاہَن ژٕ تیتیا نِمازی

کناں تقدُّس خُدایہ سندِن رٕ تتن بندَن ہُنٛدٕ ژٕ لایہٕ موچھ بیٹھ
ہیٚژٕتھ نہٕ فکِراہ کرِتھ نہٕ ذِکراہ شراب مُفتُک چیٚوٕمُت چھُ قاضی

تمِس چھُ مُشتاق عرش تہٕ کرسی، سُہ لاشریکا، سُہ لامِثالا
تَسُندٕ یہٕ آسُن، سُہ میوٚن آسُن خُدایہ چاٲنی چھےٚ کارسازی





سلام تَس پیٹھ چھُ لیُس حرمَس اندر رُوزِتھ حرم صوٗرت
سلام تَس پیٹھ یمِس حاصِل چھِ فرشَس پیٹھ عرش سیرت

سلام تَس پیٹھ طُفاں وُزِ تاوی یمِی بحرِ حیا تَس منز
سلام تَس پیٹھ نِشاں یمِی سِندی چھِ حُسنِ کاینا تَس منز

سلام تَس یمِی بخشِتھ کِشوٗر کُشائی جَبہ رچھَن والین
سلام تَس پیٹھ رِژَر کاپچھاں دوہے لیُس یدکرَن والین

سلام تَس پیٹھ ذِکر یمِی سنز چھِ ذکرِ حضرتِ اللہ
سلام تَس پیٹھ یمِس اِنکار کرِوُن مُنکرِ مولا

سلام تَس فاقہ مستَس لیُس پڑھبن پاتَے چھُ رِنزِ ناوان
سلام تَس پیٹھ بلالسؓ نِندرِ وُزناواں تہ مَنزِ ناوان

سلام تَس پیٹھ یمِس عرشِ خدا محراب تَے منبر
سلام تَس پیٹھ کنہن کترن زبان آمژ یمِس خاطر





گلُس بلُبل، شمعَس پوشرُ کراں گتھ
گرَژھاں بَرِگلُ شمع سوراں ژھبناں کتھ
یژِھاں ہرگہہ ِنژ چھُک سورُن ابَدتام
اکی بُتھِہ رَکھ رسوٗلِ ﷺ پاکہِ ِشنز وَتھ



ہے اگر ٹاٹھِس کرَکھ میٲنِس وفا
پان پُشراوَے ژِ سَپد کھ موحترم
تأبیاہ تھاوَے ژٔے سأرے کاینات
کتھ چھَ کیاہ دُنیا دِمےَ لوح وقلم



# وَنتہٕ پرٛوکمَن صِیام



پَژھ چھِ بدَل یقیٖن بدَل دھوکہٕ دِلَن کھتَھن فِریب
ہِوی چھِ اِمام وُمقتدی وَنتہٕ پرَوکمَن صِیام

# وَنتہٕ پرٛوکمَن صِیام



پَژھ چھِ بدَل یقیٖن بدَل دھوکہٕ دِلن کتھَن فریب
ہِوی چھِ اِمام و مُقتدی وَنتہٕ پرَدکمَن صِیام



اَڑدُنے یتھ سانہٕ بستی منٛز چھُ نوٗں ہاراں صِیام
روزدارہ آسہ ماکنہٕ کاشہٕ چھُ تَس گاراں صِیام

ذِہ دہٕ ہس وُچھتہٕ اَچھو عُریاں کورِن ہٕشدی جلوٗس
تکِہ کمن سحرس تہٕ اِفطارس کمن پٔراراں صِیام

پھٔٹنہٕ ترٲوِیحن مُشیدن شہرٕچن سوز و گداز
عارِ کوٗنت گومُت قرآں خانَن اٲئے زھاراں صِیام

زون ییٚمہٕ قرآن تعویزن وُظیفن ہٕنٛز کتاب
خانقاہَن منٛز چھُ یمنے بزدلن دذبراں صِیام

منبر و محراب شۄونہِ تۄ وقتہٕ کبو شمر پوٗ غلام

مسجدن سانِین اندر اڈنس تہٕ چھپنہٕ بُہراں صیام

اُسکہٕ ماژان تَس مگر چھس سانِ شفقت سانِ لے

کھَتہٕ کر بڑی بڑی رحمتکہ اَبہٕ بُتھ پوان لاراں صیام

عابدن، پرہیزگارن جاں نثارن مُتقی کراں

میر واعظ، مفتیِ اعظم وُچھتہٕ تھُہراں صیام

پھُک خطا کارن سرس مُشتاق وُنہٕ چھکنا ہمان

چھانہٕ خاطر مولہس وچھمے ہلم داراں صیام




Scanned with CamScanner

یِمہٕ سیاہ دورَن تہٕ وُچھ تِم نیک بخت روشن ضمیر
دِینہٕ خاطرٕ یِم کران عیش و آرامس الوداع
تھِ سَیدی دیوانہٕ گبھنکی ساٗنی گاٹلی نوجوان!
گوٗر نمازہِ تام مسجدِ منٛز اِمامس الوداع
لا آلہٕ چھکھ خانقاہس منٛز پیران زَن زِندہٕ لاش
کرتہٕ دارس پیٹھ پٔرتھ باطل نِظامس الوداع
سانہٕ بستی منٛز چھُ گوٗر مُت سارِوے لوکٹیو بڈیو
مِنبر و محرابہٕ کِس پٔرتھ حُکمنامس الوداع
ساٗنی یِم تُندی باٗنی بازرٕ شرم وحیاہٕ پیٚچ موتہٕ کھوٗن
اَسہٕ چھُ گوٗر مت غیرتس تہٕ احترامس الوداع
اَسہٕ چھِ مُشرٲوِمتی پننی تِم فاقہٕ مس بدرٕکی شہید رض
کرِ پیٚمو پایس کَرو یِتھ رقص و جامس الوداع



اکھ دہ پر ہیو سانہٕ یتھ پھر وارِ مشر ماہِ صیام
دۄ ونو چشمو کران عامَس تہٕ خامس الوداع

دۄچھ مے وارہ تاکھ رۄزہ بہ شدی آسہ اوش ہران کران
روزداری تےٚ تراوین، قیامَس الوداع

چھےٚ ہرذ مشتاق ہر گہ رحم و غفرانچ سبیل
سرفرازیچ دِتھ تہٕ کر باتےٚ تمامَس الوداع





پلِہ ہسم تہٕ کٔرِہتھ ما جُدا
اے ماہِ رمضاں الوِداع
متہٕ گژھتہٕ کٔرِ ہسَے جانفِدا
اے ماہِ رمضاں الوِداع

رودکھ رہتس مہمان سون
توٚگ ما کرُن تکریم چھون
ووٕنی پیٚوو ژہتس کیا اوس لون
اے ماہِ رمضان الوِداع

اَحساں پِچھ ئدی اُسی چھائز<br>
افسوٗس آَسہٕ ما قدٕر زانٕز<br>
کرٕ مٕژ چھِ نَہقے آن مانٕز<br>
اے ماہِ رَمضاں الوِداع

وٕنی کَتہِ لیَو سوزِ سحَر<br>
اِفطارٕ وَقّ ذِکرِ جہَر<br>
وٕنی چھےَ کراں یَہٕ چشمہٕ ترَ<br>
اے ماہِ رمضاں الوِداع

رحمت بُرِتھ ساٲنین وَتن<br>
اسہٕ تھوٚو ہٕنہٕ ظوٚن چانین کتھن<br>
مَس تھاٚوی نفسِ بَدخہن<br>
اے ماہِ رمضاں الوِداع

کیا روزٕ گیٚیہٕ اَسہٕ فاقہٕ ڈٔری
گوٚنہن اَندر گاٹتی چھہٕ شٔری
بے سوزِ دِل کیٚنہہ سوٚہ پٔری
اے ماہِ رمضاں الوِداع

یوٚدوَے تراوٕیح پٔر تہٕ زانٛہہ
باشٕر سوٚ کٔر اللّٰہ پَناہ
اَمہ پیٚرٕ پَرنے گوٚ گوٚناہ
اے ماہِ رمضاں الوِداع

کٔرٕمژ نہٕ کانٛہہ اکھ رٕژ عمل
زٲنِتھ تہٕ مٲنِتھ کوٚر جہَل
اَسہٕ زونمُت ایماں سہَل
اے ماہِ رَمضاں الوِداع

گوڈ آشں گرٔ بیتِۂ سوِن کُن
بیٚلہ آکھ اِدٔ کرٔ تھَرثٔرے کُن
وہ فی دڑاکھ ہیٚوتنکَھ یاد پیٚون
اے ماہِ رمضان الوِداع

دِل رۏدی روزَن مژ تہِ سنخ
مژِ نشدرِ مژ آسہ سوو بنَخ
بیدار بیٚلہ گۓ دڑاو وَرخ
اے ماہِ رمضاں الوِداع

مُشتاق دینِسَ تھَاوی کھُڑی
آسہ لۏکہِ وہوٗژ سجدہِ کرٔی
افسۏس پانَس پانہٕ پھُرٔی
اے ماہِ رَمضاں الوِداع





یِنہٕ چانہٕ عالم شاد کام
شہرِ قرآں ، شہرِ صِیام
روشن صُبح تابان چھُے شام
شہرِ قرآں شہرِ صیام

ییٚلہ کھوٚت نبَس چوٚنُے ہِلال
ڈیکہ پھوٚل جہَانس ژۄل مَلال
اے لازوال و لامِثال
شہرِ قرآں شہرِ صیام

زِھڑو کُنڈھو چائی یڑھ بڑاں
چوئے پڑاں ، چوئے پھِراں
ہیٹِہ آکھ بیٹیہ اَسہ اِمتحاں
شہرِ قرآں شہرِ صیام

پڑتھ گُرٕ پڑتھ ساعتھا شُہل
اِدِ رات اُسن یا دُہُل
مُشتاق نزول گو نہن گُہُل
شہرِ قرآں شہرِ صیام

بدی یَو تِہ وُچھِک گیہِ فرار
نیکَن ہُریو مُت اعتِبار
توحید چوئے اِشتہار
شہرِ قرآں ، شہرِ صیام

رحمت یِواں پُھک باگراں
نارہو، نٹہو ساٹری رِنواں
مَلکن وُچینتھ حاٹرتھ گرشھاں
شہرِ قرآں شہرِ صیام

لولاہ بوّرُے پیغمبرنؐ
حضرت صدیقِؓ اکبرن
فاروقؓ عُثمانؓ حیدرنؓ
شہرِ قرآں شہرِ صیام

گیٔہِ چاٹی شووَے اَندِ وَند
اِبلیس گئے زولانہ بنَد
اِنسان سَیدٔیاٹے اَرحمبند
شہرِ قرآں شہرِ صیام


Scanned with CamScanner

یِنہٕ چھانہِ جَلوُک گاہ پھوِان
اَحساں پھَبان ایمان زُوان
خَلقَن چھِ پٕژٕرٕچ کل گنَان
شہرِ قرآن شہرِ صیام

زیٚوِ پیٹھ فقَط ذِکرِ خُدا
بَرلب دروُدِ مُصطفیٰ
یک جان و دل شاہ و گدا
شہرِ قرآن شہرِ صیام





یہ چھُ ماہِ رمضان رحمتکُ ماہِ تابانتے
گٹہٕ دور سپدان نون چھُ نیران نورانتے

گوژھ پرأنۍ پاگٹہن لول آسُن ارزانتے
گۓ دِل پریشان تتہٕ چھُ لُطرن ارمانتے

یہ چھُ موہرِ ہمدبس زِندِ روحک پروانتے
توحیدٕ نوٗرکِ گٹہٕ چھِ شرٕچ کاسانتے

یہ چھُ حُسنِ یزداں دِل چھُ لوِاکُ پروانتے
نفرت چھےٚ سوران اُلفتس پیٹھ چھُ احسانتے


Scanned with CamScanner

کوشہ مُسلمان دینہ نِشہ واہی بیگانتےَ
قرآن چھُ گرِیاں کورِ پھیران چھ عُریانتےَ
صُبحَن تہٕ شامَن گربز مُنسِیدن چھُ آسانتےَ
ابلیس رُسواگو وُچھِتھ گلُو چھُ موٗرانتےَ

رہبر چھِہ قومَن ہندی فرعون تہٕ ہامانتےَ
عدلس توےَ رِکنز تنگ چھُ گومُت دامانتےَ





سۆرِ بَنِن مےٚ آو کران پوشہِ چمن چمن صِیام
زانہِ خُدایہِ خوش نصیب آو کمن کمن صِیام

یِمہ چھِ زیاں زبان یَنز رِیم چھِ نظر نظر حیا
یِمہ چھِ فہم فہم قُرآں، وُنی چھُ دِواں تمن صِیام

یَس چھُ کلام دِلنواز تَس چھُ ملائِکن تھٲکاں
میٹھی کران تمِس اَتھَن بوسہِ دِواں تمن صِیام


Scanned with CamScanner

پَزھ چھِ بَدَل یقین بدَل دھوکہٕ دِلن کتھن فریب
ہِوی چھِ اِمام و مقتدی وَنتہٕ پرَو کمَن صِیام

گام و شہر چھِ زاہر ناہر اہرمَن تخ نشیٖں سپنہٕ
کوچہِ گلیَن چھَ لار لار پھیرِ وَتن کمَن صِیام

ذِکر و تِلاوتَس اندرِیم چھِ نِنبَس دوہَس محو
نورِ عِرفانہٕ ستی چھلان تنَ تہٕ بیٚنیہِ مَن تمَن صِیام

دوہ سہ چھِ لِوان ہزار ثواب وچھ چھِ ژٹان بدی گناہ
روزٕ درَن وُچھُم دِوان بوسہٕ رُمن رُمن صِیام



مےٚ ووٚتھُم دامنس تل نال پِکھنا
پریشاں دل مےٚ لگہِ ہمَ بال پِکھنا
گٹے پیٚو گاہ تبٚسُمہٕ چانہِ ستین
مدہیٚنکہِ لالٕہٕ وندہےَ لال پِکھنا



بنیُ ہٕنارِ حجرہٕ پاۓچ کھتاہ وُژن
وۆدُتھ وڈِنوو تھس ہوُتھ جہانس
مےٚ دوٚپتھم گاہ پہرا گژھِ بناوُنی
ژےٚ لوگتھ سنگِ مرمر شیشہِ خانس





کُفروایمانَس چھےٚ بیٚون بیٚون ژٲرِ کرٕناوان نماز

اَسہِ مُسلمانن دوہے معراج کرٕناوان نماز

کھٹہ کڈکھ ییٚنہٕ زانٛہہ نمازن ییٚنہٕ نمازَن بُتھ پھرَکھ

ٹاٹھۍ نبین دوٚپ مےٚ چھَم ناچشمہٕ شہلاوان نماز

خوش نصیبن ییٚمی لٕکن احسان کوٚرِ یتہٕ چھوٚل نہٕ زانٛہہ

تَس مُسلمانَس خدایہِ سُندٕ لوٚٹھ سَپداوان نماز

تراوِناوان نخوتُک کبرُک غرورُک سر پتھر

بندۂ عاجز بنِتھ روزُن چھےٚ ہیچھِناوان نماز

بے حیائی ہنٛز کران نفرت بناوان شرمدار

بے زوال و بے زر وَتہِ پیٹھ چھَ پکناوان نماز


Scanned with CamScanner

زَر پرَستن کیُٹ یہِ اَزلےَ او سمُت مرگگُ پیام
بے کسَن ہُشدیار تےَ یاوَر سَپُدُ ناُزِل قرآن

اَز چھُ بیۃِ دُنیا سَپُدمُت نامرادٔی ہُشد شکار
وۄتھ قبر کھن باُطلس خاُطر سَپُدُ ناُزِل قرآن

چھُۄنہِ گرٛھان ساہنِن دِلن پیٹھ وُنہِ تہِ قرآنک نُزُول
دُشمنَو تُجٔ شوٗرِشِ محشر سَپُدُ ناُزل قرآن





گواہ چھُم نب ژٕ شاہدٕ چھُم پہِ پاکھُل
محمدؐ مصطفےٰ سُنٛد چھُس فِدآیی
حرم ییٚلہٕ آسہِ بُت سَپدان چھِہ مِسمار
بُتن ہُنٛز چھےٚ ژٕٹے حرمس منٛز خودآیی
حسینؑ چھُکھ اگر وۄتھ نیرٕ کربل
حسینؓ کَر چھِہ زٕٹھٕٹ خانقاہی
زمانَن دُیت زخم کٕتن یزیدن
یزیدن سٕتی شۆبیا آشنایی
لۆبُنھ کیا مارٕکِس پٕرۍ پٕرۍ وُنِتام
پَرَکھ نا سُنٛدٕ ریٚشؒ ہُنٛز اکھ رُباعی

جوانا رأژ راوے ٹمآ کیتَن مشر<br>
خبَر کیا چھےَ ژ ٚ ے لُطفِ سُبحگاہی

لگاں پیرِ وارِ منز چھُے "جشن کشیر"<br>
اَما ژکھ اعتقادس کو نہٕ آیی!

نِظامَن منز چھُ رنگا رنگ تعصُّب<br>
چھُ بے تعصُب نظامِ کبریائی

بہٕ کریشان غآر گوٚژھ قُرآن زانُن<br>
پینٕز سوزاں مےٚ ییٹھ وآہی تباہی

وچھاں چھُس چارٕ گر اکھ ہور اکھ یور<br>
کراں پانَس نہٕ کانْہہ مُشکل کُشائی

چھُ ژکِہ جمہور نمرودی مزاژک<br>
ابراہیمن چھِ ییتہٕ نار آزمائی





فِکرِ تارِان اُمّتس قرآن معراج النّبیؐ
برتری ہۍنز پاک وتھ ہاوان معراج النّبیؐ

ماتحت یَس روزِہا ونہ کیس یہِ نبضِ کائنات
تُسٕ مُسلمانَس چھُ ازگاران معراج النّبیؐ

عالمِ انسانیتہٕ خاطرٕ یہِ دستوٗرِ حیات
سورۃ اَسریٰ چھُ وَنٲنِهٕ ان معراج النّبیؐ

ترک ہیٚچھِ ناوان کرٕنۍ رسم و رواجٕچ بندگی
سرفرازی مِلتھَس بخشان معراج النبیؐ

پَننہٕ پھوکہٕ ژھورأو آسہِ روشن خیالی ہنز قندیل
وۄنۍ چھِ گٹہِ منز داستان زانان معراج النبیؐ

قدمہٕ قدمَس پیٹھ چھِ ییٚنہٕ سیٚکہٕ دانہٕ سپدان آفتاب
چھُم تمی وتہِ کنز مے یِکہٕ ناوان معراج النبیؐ

سَپدِ کیتھہٕ پأٹھن لچھَن آیزِ بن خداین ہُند غلام
چھَم یُزِس معبودٕ سٕنز برُہان معراج النبی





عیدگاہ پیٹھ ہیٚنہِ نمازٕ بوٚ کھکھرِ کلبس تام عید
ملرِ بۄڑی بۄڑی چاۄ ناۄ کھ زور جبرَن جام عید
کرِ سنا بیدار گژھِ مژ نِندرِ سُلہِ شوٚنگمُت جوان
دادِ تمۍ ہِندِ عارٕ کٔژ گاہژ پیٚمژ بیرام عید
شرم وحیہِ ہُک غازٕ ہیتھ آیوو کورِہن کیٚتھ قرآن
ہَٹرِ ہَٹرے پھیری پھیری گٔر تموَ بدنام عید
اَزچھِ احسانٕچ نظر لُطفٕچ کتھا خواب وخیال
چھوٚن وُچھِتھ دامن مُسلمانس گُمژ کرژھ تام عید
سانہِ بُستی ہِنٛدی مُفتی واعظ فقط چھِس نیتھ ہیوان
لرزٕ ترٛوکے ییٚرِ ہا ییٚمہِ شہر گژھِ کتھ گام عید





اُتّس گوشین جذبس خوٗن چشمو ہارِ عید

آزرو نوٕی نوٕی صنم گرٕی کتہٕ خلیلس ژھارِ عید

یتھ زمینس پیٹھ چھِ اسمٰعیل ناوٕکی بے شمار

گۆڑھ اکھا ابنِ خلیلاؑ ہیٚو چھِ گاٹٕژ تارِ عید

عرشِ والین منز چھُ اسمٰعیلؑ سُنٛد ذکرِ جمیل

دأرٕ تمۍ گردن قیامژ تام گردن دارِ عید

ماجِ سُلہٕ ناوان شُرین نہ چھَ عاجزی نہ چھَ بندگی

صبرِ اسمٰعیلؑ رضائے حاجرہؑ کتَہٕ گارِ عید

سانِہ یِمہٕ نُنٛد بانِہ وٕطنٕکۍ یِم سِتمگر شہریار
زورٕ جبرن ہیتھ لٔتن تل اَزچھِ بیٚنہِ دستارِ عید

عیٖز مۆلمت اوس کورِہن غازہٕ شرم وحیا
پرٕ ژٲڈ ژٲڈ کوٚرٕہنٛز لَد اَز تِمو رُخسارِ عید

پیر وارے منٛز ترک کوٚر مُتُلکو رِزقِ حلال
کوٚرٕ تتوَے خاطرٕ حرامَن ییٚتہِ گرم بازارِ عید

کتھ چھےٚ ٹیٚنٛٹھ پوٚز وَنہٕ روٚس مُشتاق ہرگز روزِ ما
زآری دانَن ییٚٹھ امامَن بیٚنٛشنہٕ پتھ کُن پرارِ عید



## محمدؐ عالمس اَمنچ ضمانت

زِ آدم تا دمِ قایم قیامت

ژٚے باطِل فلسفن چھے بنگہ دِژمٕژ

ادے مؤمن بنَن زونتھ قدامت

بدل گرژھِ گوڈ لگن عِلمی نِظامس

تیٚلی انسان ہیٚکہ روزِتھ سلامت

سمٕٹھاہو فلسفکۍ ڈیرٕ آوی دفتر

تُلِنٛز پیٚیہِ سارِنی آخر ندامت

یِمو کوٚر پارٕ پارَے دِین دآری

تِمَن بخشِکھ مُشیدن ہنٛز اِمامت

بَنکھ ہرگاہ نہٕ طاغوتس ژٕ مُنکِر

پَچھ مُشکل چانہٕ اَکھ دینچ اقامت



یِمن چھَنہٖ یاٗری زانٖے پیَنسنہٖ یاٗیچ
تھَمے عامَس کراں یییتہٖ رھنمائی

مَنگاں یِم پچھی ژرّے اَز خاٗرات ودڑنگ
یگاہ ماٖنزٖ ژرّے چھَے تھنزٖے خوداٗئی

یوّتام فرمانبر رٗوٗدکھ ژرٗتھ عاٗشَس
ژرّے بدلیوّے نطوٗن مُتلاں چھُگکھ بے نواٗئی

ژرّے مرہِی رٗوَس اَمرَیکہ کھوَرَن متل
شرٖط چھَے بَس محمدؐ سنزٖ گداٗئی





جہاں تاریک گومُت صُبحِ خنداںس کرِو آلو
دوٚکھن دَرمان کرِ مردِ مُسلمانَس کرِو آلو
جنگوٚ ژوٚمراوٚمژ اِنسانیت گو خوٗنِ آدم سٕروگ
جہاں کرِ شاں چھُ امنس روٗحِ قرآنَس کرِو آلو
خدا بیزار نظمِ زِندگانی ووٚنی چھُ بدلاوُن
ابوبکرؓ و عُمرِ فاروقؓ و سلمانؓس کرِو آلو
نظامِ باطلن میانِس جوانس کوٚر ضمیرس نقش
چھُ غارَس منز پھیراں تسبیح وِرد خوانَس کرِو آلو

سجادن پیٹھ بِہتھ پانٕے جنّت جہنم ملو بأگرُ
یمو کوٚر کھٹیکہ دٕینس شاہِ ہمدانس کٕرِو آلَو

قیادَت ناسہ تراسوٕرٹ تہٕ دینگ حال گوبرہم
اُکِس صالح مگر پُرشور طوٗفانس کٕرِو آلو

برُن بزمِ حیاتس رنگ چھُ دوہ فِکرِدار سازی مُہند
هرزوٗرس ، تاجرس بابِس سخندانس کٕرِو آلَو

زمیں چھَن ہیٚتھ وہرٕ ماتم دوہ کھوٚت انسان اسمانن
نظامِ حق تہٕ تَمہِ کِس علِم و عرفانس کٕرِو آلَو

خدا یِترٕ چھِ تَن قیامٕژ دوہ۔ نبیؐ فرماوِ تَن یارَن
ہُمِس مُشتاقِ اُمیدوارِ احسانس کٕرِو آلَو

محمد رشید